چھُس دپاں ہر گاہ بہ وَنہٕ سونتھی چھُہ بہت بیٚلیہ حسین

کانہہ دیہم ینہٕ ہے ژریہ چھیتھ وُچھیتھ وٕنڈکی ژٕہ کیتھی عظیم

بیٚلیہ چھہ واراہ تہٕ آساں بیٚلیہ چھہ زٕن لگی لگی گرٕھان

شیشہٕ خاناہ ہیوٗ چھُہ بیٚلیہ سیداں ہیرٕہ یوٗن اوٕرہ یور

پیوٗ یُسی قطراہ پیتھر تیتھی یوٕ ختہٕ سیداں موختہٕ پھُلی

یا شِشرگانٹھاہ گوٚ ڈس تل کاژی گر کانہہ باحِساب

یا جواہر ہا چھہ نوٗکھس پیٹھ لشس تھوٗی متی جٕرِتھ

شینہٕ کلی آساں پھوٚلتھ آمتی ژوٚ پاژی

اوٚبرہٕ منز کُنہ ساتہ بیٚلیہ زٕن زوٗن نیراں راتھ کیٚت

شینہٕ آنگن زوٗنہٕ کھوتہٕ تیزٕ زلان امہٕ وِزہٕ گاہ دِوان

بے خبر یوٚد آسہ دِپہ وٗنی نِصف راتن پھوٚل صبح

شینہِ مۆہنیو شین تراوِنہ پھہوہ زُٹھ کھوتمت ژِشس

شری ہت وفہ ڈرِ دارِہ بیٹھ سوچان اسہِ آنگنُ بھرِتھ

پانہ وِنی کرِ بکہ کرِ بکھ کراں دوہ سہِ سانہ پیومت زیادہ شین

شینہِ بتھوسی وچھی وچھی گرِٹھاں نحوش کانگرِن پھیر پھیر دوان

عمرِہ کنیِ یم زیادہ، ترِ وپرِتھ دارِہ برہ نِدلہِ زول کراں

لاچھی لاگیتھ زِیٹھی نرِہی کرِہی بھران دنِدن چھہِ ناس

بُتھی لبن عسیتی ٹلچِہ گلی وتھراں تہ سۆمبراوان شرِی

پرانہِ کنِتھ ونی ونی گراہ پلنے اسال گاہ بلی اسان

چھُس دیال ہرگاہ بہ ونہ سوتھی چھُ بہتر بلیہِ حسین

بُتھنہِ ژِہی وہم زِہ مُٹھیاہ ہردِہ کالکی راگ رنگ

بہِ نہِ کنِتھ پاٹھن چھ منساوان یک دم پرِوِن پرِوِن

آسماں بدلاں رخ بتہِ راتھ بدلاوان رخ

کھاہ گڑھاں خالی گمن انجام واتاں دِل پھولان

گرِیوس کوتاہ خوش گڑھاں مژھہ نن تمِس ہیور ہیور کھسان

بُتھہ اَساں پانے ڈیکس پانے یِواں چھس تازگی

گُل نمِت یون کُن چھہ آساں بار چھس آساں سیٹھاہ

ژونٛٹھ آساں بٔڈی گمتی زنگا بہ نگی رنگیں گمتی

دانہِ چھوٗمبی چھوٗمبی گرِیوس چھُنہ تھکنی فیکین فش فش دِوان

ہویہ کنہِ واپٹھ وَنان یویہ کنہِ واپٹھ وزان

وِیرہِ کُہ کُری باچھ روزان تندلِہ نن دستار دِتھ

کانہہ دَواں قرہ کانہہ ہٕمُسر کانہہ تلِہ گوٚ گُل ہبتھ کانہہ کنکھ

گرٕ گنڈِتھ گرٕ دنہِ چھُہ روزِ پرِاران ٹانگس برٕونہہ کنیتھ

یورہ کنہِ پیٹھن بھراں میوہ ٹوکی بٔڈی شیرِتھ تھوال

اُزی نناں کمہِ تلہِ سومبرِتھ کوٗت تھوٗو کس کیٚتھ کمال

بیٚیہِ پکاں جیٖھ ہیٚتھ پوٚہل واپس چھہ نیٖلہِ ٹھس ٹھس کران
کُتیٚہ رۄخصت ہیٚنہِ چھہ نیران پرٚیتھ طرف وُڈ واہ کران

چھُس دیاں ہرگاہ بہ وَنہٕ سوٗنتھی چھُہ بہتر بیٚیہِ حُسین
کارٕ تکیٚہ زُونہٕ ہُند ینہٕ تٕہی وَنکھ کیٚنٛہہ زور دار
سوٗن گژھاں پوٚپرٕ وُڈر زن سوٗن گژھاں سآری نظر
کوٚنگ وُچھت بوٗن بوٗن وساں ہیٚرِ زُون سیداں تھال ہشی
زن تہٕ حبہ خوتوٗنہِ ژھانڈٕ وآسیہ لوٚگمُت آسمان
زن تہٕ اُزی عشقس مُدعا گوٚ پوٗر حُسنس ژھاری ژھاری
زن تہٕ ییٚمی ژٕکلس چھُہ وُنہِ اُنٛدی پکھی دِوال گٔژھ کامہِ دِو
زُونہِ تبلاوان گُس ژٕنگاہ دِیتھ کوٚنگس بٕہرِ تھ
پوٚہ پوٗال نیٖلہِ زن چھُہ پٔتہٕ تیٚلہِ شفقہٕ وِزہ ترٲوِتھ نظر

کٔتھۍ لبکھ کو نگ ڈوٗرۍ تٔم لفظی مینہٕ چھیٚنہٕ ونکس یوان

دِل دیاں اُتہٕ نِنی یہ دِہاۓ دُنی تہٕ اُتینی روزہاۓ

کوٚنب کدِڈتھ کو نگ ژاٗر سپدِ نی رنگ بدلاوان تُتھس

اوٚنگجہ سپداں رنگ برنگی عالماہ بدلی گژھان

چھُس دیاں ہر گاہ یہ وَنہٕ سونتھی چھُ ہیتھ بیٚیہٕ حُسین

یُتھنہٕ وَنہٕ کانٛہہ چھیکھ نظر ژھوٚٹ ہیٚچھ وُچھن کیاہ گوٚ حُسن

ہردہٕ کالس سن تہٕ پیتہٕ وَن سونٛتہٕ کالس کُس بجر

یٚیتہٕ چھُ پرٛبتھ کینٛشہاہ حُسین، یٚیتہٕ چھُ زُم زُم ہیتھ حُسن

(۱۷ مارچ ۱۹۶۰ء)

# قدرت چھ فنکار

چھُ ازماوان فن کأتیاہ یہ فن کار
وُچھاں چھُک نأزہ اڈ برس کیاہ دِتین منار

ٕکوڈ ڈوبِہ ہس شفق پژ ژلبو ہِری لُوس
اُتی کھأرِن نبس ژُوناہ گُنڈِتھ ہار

تھرے ڈُولُن اَتھاہ بامن پُھٹتِھ دراے
بےخبر و ڈوپ اترسونتس چھُ شہجار

ژلتھ شیرِتھ تھوُوُں داغاہ گلأس
ژلأنی چھس نہ باساں سخ گوہنگار

تُجن مِیلاہ مگر تٔئی ژٕب سجوٗن ٕ

دِتِیُن اُتھی پیٹھ ژُندر دآرِتھ وُفل نار

بناوِن گُل وُپھاں بُلبُل ژٕتِیسِتھ آے

دِتِیُن فرشاہ بُرِتھ مخمل پہٕ سبزار

چھ ململ واو ڈِیشتھ کیاہ وُپھاں زٕن

مگر وُپھِتی فِکر ہانٛزس لگیاہ تار

چھ قودرت کأری گر کأمِل وسیع دِل

مِیٚہ مأنِم کتھ نہٕ امہٕ ہیوٗر کانٛہہ سردار

یِتھے پأٹھِن وَنِن اکِہ سأتہٕ سأری

چمن اوس سینہٕ منزٕ کڈٕ ہے وَنان شار

(۷ جون ۱۹۵۹ء)

# پریشان زِندگی آسان بےٚ ترتیب

(نظمہٕ ہنٛدی صرف ۲ ژٕہ بند)

(۱)

کُنی گیِہ کرٕکھ زِہ کیاہ تامت چھُہ پَدُن

وُکھِتھ آواز گیِہ، چِکھ ہِشی

لُکَن وُشلیِہ کَن تامت، بُتھِس موتُن، اُچھن کرٕہ منبر

بُنِیُل ہیُوگو تہٕ ساری بیٹھی پُتھرِس

تھوٚد وُتھُن مُشکل

وُکھیتی آلو سَپدی، اَسمان تِھیوٚن

تارکھ پُتی گیٚی

خبر کیاہ سوٗچ ہیرِن دٔیمہٕ دٔوہ پھیوٗرِی نہٕ واپس زن

دِنن والیو یہ دٔلن "تھوٗ تو"

اُتی اَکھ جانوَر بدلے پکھو ستی نار چھکراوان

گراہ ہیوٗر کھتی تہٕ گاہ اَسی بوٚن وساں بوٚن

وٗنی باسان ژٕلی، وٗنی بس اُتی آسان

دِواں دِگ پکان

ہٕیے ہے کمن بالن کرِکھ کنہِ پھلی

اوٚبرٕ ژٕو ڈیکھ، گرِدزن وُژھ قیامت

سبز بوٚنین زرد رنگ کھوٚت ژھٕتس پیٹھ

ہرِدٕ گُل اوس ووِدٕنی زن نہٕ تس فکری تراں اوس کینہہ

نہِ ہ پھرِ ژٕستن سجدہ کوٚر انِد کُن

ہَوا گو تیز، پادرِ سہہ چھُ طوُفان
یکایک دارِہ برَئ لگی وزنہِ
ہیٔور کُن وُچھ تہٕ پِش ژُلمتی
اُچھن موُرن دِوال لگھُ زن کراں گوٗش
اُچھن ژامژ گرِ دۍ ہے زنتہٕ ٹیاول ہوُنی اوٗش ہاران
ملَس منزِ وال بُڈی مہتی زنتہٕ نرکانِس چھُ سگ دِتمُت
برابر نار زن ٹاکین اُچھن گاٗمژ شکل بدلے

مگر زٲوِل یہوے اِنسان کیتھِ کنُ
رزَو بیٹھی پان ترٲوال شان ہاوان
کھساں ہیٔور لون وساں اَدہ غائب سیدان
مژَھو بیٹھی باہ ووہ تھان

## کٲفی سیٹھاہ دوٗر

کوٚٹھین تام بوٗٹ لٲگِتھ زن ژٔپل ہوٗن
چھوٚکُن کیاہ تام ہیوٚر کُن آسمانس
گنٛڈِن رٔیہہ، صاف گۍ جنگل، ہیٚوتُن نار
اَڈٕن ڈُدۍ وُکھ تہٕ اُڈۍ گٔنٛزراں ہینٛزٕ انگ
وَتن پیٹھ عام مُژراٲوِکھ ذٔبیٖح خان
گرَاہ اوس پانٛسی پٕنٛج شۆرکھ وایان
تہٕ گاہ پانَے کراں افسوٗس پانس
"پٕژھی وُزٕ ھعالمس تارٲج سپدیو"
بے رونق گو زمانس بُتھ خجُل زِد
کوٚلن ہٕنٛز جِلے زُٹ بالَو تہٕ بالَو مُنٛزٕ جہ یَو گُڈٕ وَتھ
ییٚتین زن وُنی میہ کھٕرہ پیٹھ پوشٕ ڈیچھوم

تتھن وُنکس بند وچھ اکھ چھلاہ اکھ

ٹکن گیہِ ڈھیر

جس ہوشی ژُلتھ گیٔ

براوُسس ژیر تامت شینہٕ ٹُجھ ہیوٗ

وُچھال کنہٕ جایہٕ ماکانہہ اکھ زِندے رُود

(۲)

میہ برٛونٹھی ژاداآنگن میون ییٚنہٕ وول

ہواوَس پھیوٗر مُشکاہ

ناقہٕ سرکارن مُفت باگرٛی

زمینس پوشہِ پھوٚلیم زن نہٕ زانہہ از تام پھوٚلمتی آسی

وُچھت سرِیس پھٚلتھ دَرخ

تارکوَ دوٗپ کم پلوَ لاگوَ

یَرُبُوزِہتھ زُونِہ دوٗنیکھ جان گوَ رنگ میانہِ شِلوارُک

پریشاں حال گیُ رنگ ساز

سوجان اتھ وَنوَ کُس رنگ

بہ وو تُس، وِیگی ترَاَوِ کھ، آئِہ والیو آئِہ وَتھرِنی ہیٹیتی

مُشک گوَ تیز

شاید اُسی تُسی ہیرِہ پاِن پاَرا وان

ہوَا ہیُو وُتھ

میٹہ توگ پانَے یِہ زانُن ساڑِہ آسین واش ہیُو کوٗڈمُت

دِواں کن اُسی سازندر تہ پِراراں

نہٕ کمہِ اندازٕہ کھوٗرہٕ پھُلۍ تراوِہ ـــ ٹُلہِ کر
میٚنہٕ وٚدن پیتہٕ سیتی والیو
"یانی ڈِیٹھک سازٕ مُشتھی گاگھ"

أُتی زن پٕری یہِ نگِتھاہ آیہِ
آنگن آوٕرُکھ
بُرانڈس نِشن وأتھ ہیوٚتکھ وَنہٕ وُن
خبر کیاہ ـــ فِکرِ کُس توٚر
زیوٚچھ بیٚون بیٚون ـــ بأتھ بیٚون بیٚون
عالماہ بَدٕلی

وسن سِتن سوٚ وُژھ
ساساہ پچھس سِتن سوٚ وُژھ

پونپُرسہ وُژھ شمع دُچھِت
بُلبُل چھِ موٗت مَسوٗل دُچھِت
پُرِی یوَ سہ رُٹ مُتی مِیٹھی دِتھ
قدمن ہنزِ ی مِیٹّر باگرِکھ
چشمن مُژِکھ

اَتھِ نِ بناوِکھ ہیرِہ پاوِ ی
ہیَ مال وُژھ شیرنِ چھُچکھ
پانس میہٕ ماوٕ سیتی گوٗ گوٗب پان زن
سوچنٕ میہٕ پیوٚ کیاہ تام زن
اوٚبرن کوٚرُم ژھل رُود پیوٚ
مُنزِی تاپھ کوٚڈنم شِین پیوٚ
اَدٕ واو لوٚک اَدٕ ڈوٚکھ پیوٚ

طوٗفان وۄتھ اَسمان ژھیٚون

تارکھ نبی زن ژۄرِہ نیوکھ

ییٚنہٕ دول ژۄل

موٗرَن دِژٕم چشمن، وُچھمٕ

پٕرۍ یِیَہ سوہ تیٚج جامن اندر

پینہٕ نۍ بُنتھ دٕرایَم ووہ پَیہ

میانی وِزِن کرٕکھ ناد وۄتھ

آکو دِژٕ اَمس واریاہ

بوٗزُن نہٕ کینٛہہ

ہیوٗر ہیوٗر نیکھ

(۱- نومبر ۱۹۵۸ء)

# غزل

دِل ہێتِن وارے دزے وَن تتھ نظارس کیاہ صِفت
یُس نہٕ کرِہ پرواہ دِلُک تس دِل قرارس کیاہ صِفت

میٲنی کِنی شِشرس تہٕ سوٗنتس خاص کانٛہہ فرقٕے نَباہ
پانہٕ ییٚلہِ کانٛہہ آسہِ وٲراں نوٚ بہارس کیاہ صِفت

شوٗب بجِہی اَسنے وُچھ لُوکھ وَننے سٕنجتہٕ بوٚڈ
یس نہٕ تتہِ ونی آسہِ ژھی وَن تس بچارس کیاہ صِفت

دِل گو چشمو منزی پیمانہٕ شیرٕنی تالہِ تام ٚ
عاشِقو اَتھ زورو زاس نزاہٕ یارٕس کیاہ صِفت

خاٲرِتہِ گَو جان ازماٲیِش تہِ لُجُ یار زِ تہِ وُچھ !
یمُ نہٕ یارٕ نٕہیٚر خبر تَس دوست دارس کیاہ صِفت

رونقاہ بخشُے زمانن لُکھچُناہ — حُسنُک نِشان
یُس اکھاہ وِنہِ داغ اَتھ تَس گاشٕ دارس کیاہ صِفت

یاد ییٚلہِ پیوٚ راتھ شامس یار بٔنیہِ گی جامہٕ تر
اُشی دِگنٕہ وُژھ کیاہ وَنے کَرِژھ آبشارس کیاہ صِفت

(۵ راگست ۱۹۵۹ء)

# تاوِیزہ پن

(الف)

کیاہ خبر گائتی ہا یہِ پھرِہ امہِ چیرِہ تُلہِ ترٛاداہ کریوٚو
جان وُڑھ تیلہِ رنگ پھیرال نَے تہٕ دِل سپدال وُدأسی

کیاہ خبر ازِ چھُس کُڑیِم تاوِیزہ یہِ
روہ پہ سُندی رش پَن کرِتھ اَدِہ نالی ہٹہِ سی ترٛوومُت
سینہِ سی عتِن یہِ تھوومُت آش ہیتھ پہٕ اگاش ہیتھ
کیاہ خبر کسِ نشی یہِ اوُنمُت چھُن
یہِ کمی گورن تھیکومُت فن پنُن

کیاہ خبر یتہٕ ژونگ نہ الیاہ
کیاہ خبر اَتھ آسہِ کیٛتھ انجام
آیاہ نیرہِ تیاہ بامُن کلُس

سروٕہ ہیوٗیُس ترٲوِہ پتہٕ شہجار داراہ کال تام
یا یمبرزل یوس چھےٚ ناماوار پننی ناوٕہ ہتی
یا سِری نٕنکےٚ کراں اَہی چھِ یَس سارٕی بشر
یا پٔرزلوٕنی زٕون یَس ڈیشِتھ نماں تارکھ ژوٕہ پارٕہ
یا سنگرمالاہ ٹیُمیک آغاز رُت انجام رُت
یا گوٗلاباہ مُشکہٕ ہتِن جامہٕ یُس مُعطر کراں

کیاہ خبر انہٕ چھُس کُرٕیُم تاَوِیزٕہ یہٕ
کیاہ خبر از کمیُٔ فقیرن کمیُٔ ملن ازماٚوی

سوچ ژٕہ تہٕ یارٕ وٕ یہ تمہٕ وِزٕہ آسہٕ سہے سوچان کیاہ
یانی امہٕ اللہ پرٕ ہتھ پتھٕ کُنہٕ تہٕ ہتھ کُنہٕ نالی ترٕ وٕ
اکھ اکِس پتھ ساس بھگوان یاد تمہٕ ساتن پٮ۪وان

وار یاہ خوش بڑٕ وٕ نہہ کُنہ
واراہ پٮ۪وال گومُت ژٕ تس
وارے کتھ مندرس گیٕ یس
کتھ کتھ مُشِیدے نِشہِ نوٚمُم
کمہٕ فقیرن کیاہ دٕنیو یوم کمہٕ مُلن کیاہ کیاہ پرٕ یوم
ییمہٕ مُتی دنیو یوم پتھ کُنہ ہمہٕ مُتی دنیو یوم ہتھ کُنہ
کیاہ خبر اُزٕ ہی کِس مُتِس شہلن اکھن دوٚن آسہٕ ما

آسہ نا امہِ بس یِتھے کنٛز وارِ یاہ کینٛہہ سُوچِھٹ

کانٛہہ ژھلاہ گوٚژھ یُتھ ہمبرِ زلہِ ڈُنی بوٚہمبر سمکھاوِ ہاٚن

زُوٚنہِ گوٚژھنا ہمبری یہِ سمکھُن تارِ کِن شرٕنیرِ ہے

کانٛہہ پیاہ گوٚژھ تیُتھ نُنُ یمہِ ءسِتی پرٕبتھ کانٛہہ پرٕبتھ وِزِ بن

پانس کرِہ ہے پلنے یلاج

(ب)

ڈُنی میہٕ پرٕژھمس کیاہ زِہ چھی گنڈِ متی ہٹس تاوِیزِہ پن

یم چھہِ آساں بلی، ایرٕزی

اترِ کیاہ بنان، اترِ کیاہ ننان

دَپہ پرٕژھت ییلہِ گوس پتہٕ کیاہ تام ہیوٚ تیَپہ دُم اُندری

وُنی میہٕ چھُم پھیران پرٕژھمی کیاہ زِہ نا حقکُ زاوی جاد

کیاہ خبر اُمہِ سُند خدا ما آسہے اُتھی مُنز لُبتھ

کیاہ خبر اَمہِ سُوچمُت ما آسہِ وُچھ کیتھ بدشگون

کیاہ خبر اَمہِ سُوچ ما وُچھ کس کو وأکھِس واکھہِ دٔراو

زِیُوٹھ وُوش ترٕوُن میہٕ باسیو سأری سِی ما نبلس وآرس

کھسَن ہیوٚر ہیوٚر ملر

ہُٹھی ژِھینن طوفان ینہٕ اَتھ سوٚم سوٚتر کرِہ عالمس

آہِ بد اوساہ یہِ کینہٕ کا شہہِ حسرتاہ یے وایہِ دٔراو

پیوٚنت کھنڈ گژھتی سو وُژھ کو تاہ ونے کیاہ کیاہ ونے

یایہِ انٕ تامت میہٕ پٕر ییتھ استانہٕ مَنڈرٕ خاک چھم

انٕ توے درویش ہا چھم ہستی چھم تأوِیزٕ ہِن

ژرأنی کتھ چھم انٕ ینٕ ہی باسان نوٕ

ہو نہٕ یو کتس یوٚترہٕ یوٚچھی کو چھہِ کو چھہِ کران

امہ یہ ییتھہٕ کٔنہٕ وٕوٚن تگانٕی چھمُ نہٕ تیتھہٕ پأٹھِن لیکھُن

زن سمندر وٕہی اُچھو کٔنہٕ ژھال دِتھ نیرُن ہیٚژ وو

وُٹھہٕ زٕن ییتھِ کٔنہٕ ونو ونی چھُس نہٕ زن ٹمہی کٔنیک

اکھ سمندر اکھ گٔنٛین ہُندواو وُچھتھی کھوٚت ڈیکس

شینہٕ ٹجہ ہیوٗ گوٚ اُمِس بُتھ تے وُٹھن دوٚن کُھژ پُتر

زُون زن مند چھییہ گٔیہ گرٕژھ تام ہِشی

(۲۲ ؍ اگست ۱۹۵۹ء)

# غزل

جانانہٕ ژھاریوم پانہٕ اکھ جانانہٕ ٹُبنتھ گوس
افسانہٕ وُنی پانہٕ اکھ افسانہٕ ٹُبنتھ گوس

ناکارہٕ گوٚ یا جان گوٚ ، نہٕ آمہٕ چھُہ پریشان
تمہٕ ییتھی کوٚرُم پرہیزِ تی نتہٕ وانہٕ ٹُبنتھ گوس

ییمہٕ ساتہٕ دِلس گراے لیجی تمہٕ ساتہٕ دِیتُس تھوٚپ
گاہ کھار مس ہستی اُچھن میخانہٕ ٹُبنتھ گوس

پرٛیتھ کانٛسہٕ ہنٛز شوق پنٛز آتش پنٛز دزہ
نتہٕ کیاہ میہٕ گوٚ ییتھہٕ کنٛہ بےپروانہٕ ٹُبنتھ گوس

ییلہٕ آدیٛ وُچھم لولہٕ نظرٕ سیتی جرٕ ہی مس ژم
تراوِن زُلف بچانہٕ ڈٟلی ادٕ شانہٕ ٹُبنتھ گوس

(۹ ستمبر ۱۹۵۸ء)

# وُڑَو

قلم کاکُراہ، ہیتھ یہاں چھُس یٔیتی نس
یٔیمی دارِ کِنۍ چھُس وُچھاں آسمانس
ہیواں سام اُندۍ یکھی بہ چھُس وٚارِ یٲ کھٹِن
نظر دورِ ناواں بہ ہیوٚر بوٚن زمانس

گراہ چھُس فقیرِن اندر اَکھ فقیرا ہ !
گراہ پُرۍ یہِ لٲگِتھ اژاں شیٖشہِ خانن

گراہ چوٗنہٕ لاگان چھُس زوٗنہٕ بُتھنی
بُنتھِ داستان چھُس گیوان داستانن

"وَنن وائلی چھِم کینہہ وناں" ہے یہِ پاگل
"بَنیاہ زانہہ اندیا نہ انہہ شُشر شیشہِ سَپدیا"
"گراہ چھے یہِ ماگس اندر باغ چھاوان"
"گراہ پیَے کڈاں دانہِ سیکہِ شاٹھ ووپدیا"

وُچھِت بوٗنہٕ برگن چھِ گامتی ووٗنہٕ بُتھی
بہ سوٗنچاں یمِن آسہِ سونٹک یہِ پھیراں
گراہ چھُس ذپاں تلہِ دِژ کامُ انجام
بہ سوچاں کُتھِ تجِ رو خستس پیٹھ چھِ نیراں

بہ چھُس زُونہِ گاہے وچھس ستہِ روزان
سو تم اوٗنگجہِ نوزُک چھہ مستس میہ پھِران
بُتھِس بیٹھ پتھے چھم تسندی زُلف واتان
ونے کیاہ تِرہ سن پانہٕ کیاہ آسہِ سوچان

وُچھان چھُس اُتی بیٚنہ ہناہ ہیوٚر کھسان چھُس
وُچھان عرشہِ پیٹھکی بہ سماہ ساری
زمینک پِوان لول چھُم بوٚن وسان چھُس
یہِ ڈیشِتھ چھہِ تارکھ کران آہ و زاری

چھُسن سالہ بوٚمبراہ انان ناد لاٚیتھ
کراں جوٗرہ مستس بہ ہمبر زلن چھُس

مزازے چھہ آمُت عجب شاعری ہُند
کراں نالہِ متھ سوٗ ینہِ چھین مسوٗلن چھُس

وُنِل یکینہِ وِنزہ چھُس وُچھاں وارہِ اُتھی کُن
میٚہ باساں زِہ ہَر دن چھُہ سامانہِ اوٗنمُت
بہ چھُس ژوٗنٹھ دٕلیسی کلا بوتہِ چھاواں
مُشِتھ چھُم گژھاں میٚے چھُہ دامانہِ ژھیوٗنمُت

وُچھاں یانی چھُس ییٚری یہ کم نور گومُت
کھساں یارہ لاگِتھ بہ چھُس توٗری تابیس
سُہ چھُم تورہ باواں بہ چھُس یوٗرہِ باواں
وُچھاں اکھ اکِس دوٗہی دوٗہس اُتی راتس

بہارس کُنتھ دِل کڈِہم یانی گُل ہِشی
بہ چھُس شینہٕ سِی منٛز اناں وِیرہ بامن
نبَس نظرِ سٕتِن اُو بُر چھُس بہ ڈالان
زمینس ہُران بوش زن نأدِ جامن

بہ چھُس وُزملن سوٚ رمہٕ لاگان چشمن
نظر نارٕ نیرِتھ چھِ شہجار چھاوان
وُچھِت مس پریشان کانہہ ہأر بھنیچھی
بہ چھُس فلُو لہٕ ہیتھ تس گرٛزھال تُرٕ دوان

سوٚ چھَم تورٕ چشمن ہشد بو پیالوِی زن
میہ امہِ پتہِ میخانہٕ مَے چاوٕہ ناوان

کراں تیز ڈُب چھہ سینگ وزاں لے
بہ چھُس یوِرہ غزلاہ تُلان بوزہ ناوان

بہارس چھُت چھُم یہِ یک دم میٖہ باسان
سنگرمالہِ سِمہِ کیٖت چھُہ سیماب آمُت
چھہ دِعی شبنمس پلوٗنی سِتی گاشہِ
توٗے دپو چھُہ نبتھ نوٗن یہِ انہ یور آمُت

مُشک پوشنی ہنز بہراں چھُس بہ ہمس
امی سِتی ٹوٗپ چھُس تُہچھُس مُشکہ ناواں
دِواں سگ بہ اُشی وانہِ چھُس پوشہ برگن
پیواں پوٗد چھُہ یرہ چھُس مگر پوشہِ ناواں

بہِت ڈل دٕہِس پیٹھ وُچھاں چھُس نظاراہ
مَلہ برٛونٛہہ کنہِتھ چھُس تلاں پانہٕ آبس
اُتی نس بہِت تل پتاکُک انان پیٚے
اُتی نس بہِت زن گژھاں نیٚندرِ خابَس

اوٚبرٕ چھُس بناں بَرِیواں چھِم وُپھاں چھُس
کراں لولہٕ باران چھُس یَتھ زمینس !
بناں موختہٕ رنگ دار چھُس رُودہٕ قطرٕ
رٹاں جلے چھُس پیٹھ ڈٕکس ماہ جبینس

نِواں ہرٕنِے ژھالہٕ چھُس بالہٕ دامنٕ
پٕننی چال وُچھِو وُچھِو بہٕ توشان پانس

گژھاں پانہٕ قوہ ورت پریشان پیوٚنتاہ
اناں ڈالہِ اکہِ چھُس مژَر آسمانس

ژُوَل مال کانہہ چھمپ پھوٚتاہ ہِشیٚ اناں چھُس
ہتواں جاے تس نیٚنہِ کوہ چھہِ منز بناوِتھ
اُچھر والوٕی سیتیٚ تس نیٚندرہِ تُلُو تُلُو
اَتھن کینتھہ ڈاں چھُس ضیافژ سجاوِتھ

بہٕ چھُس شیٚچھ خبر ہیٚتھ گژھاں لولہٕ والین
گراہ واو لٲگِتھ گراہ کاو لٲگِتھ
بہٕ گٕژھے گژھاں پانہٕ مہرانزہ بُنہ بُنہ
اناں ژُون چھُس اوٚبرٕچی ناو لٲگِتھ

گہے ہیرِ لاگاں نبس سیتی شیشو
گہے پان اۄبرس اندر راوِ راوان
گہے مرگِہ کنہٕ چھُس کراں ژٲنگُو زُولاہ
گہے چھُس نیوٚ منزٕ پننُ پان پھیرِ واں

زٕلیتِھ کنہٕ تھواں چھُس گرِتھ حورِ ہشِ زن
دِواں دِل چھُس دِلبری ہنز بجوٲنی
دہ دَس ڈل گژھاں سینہٕ الٕمن کھسان زن
سہٕ گُگُلی گژھاں میانہٕ امہِ مہربانی

بہ چھُس سیرِ پتہٕ سیرِ دیوار کھاران
بناں نقشہِ گوڈٕ پتھنی محلہِ خانن

سجأوِتھ تھوان کُٹھی کراں رنگ تہٕ روغن
اُتی پُرٕ ھی اناں چھُس تہٕ ٹھُسراے ٹھانن

بہ چھُس گاہ بناوان پنٕہٕ نُے نِظا ماہ
نوُی سِری یِہ تارکھ گراں چھُس بہ پانے
بہ چھُس پانہٕ قونوُن بعضے بناوان
حِصص پُر یتھ اکِس چھُس دِواں لچھ خزانے

گہے نار چھُس زن اتھو سِتی چیراں
گہے پانہٕ شہجار چھُس باگراواں
گہے شورہٕ پُتھرین بہ کھاران گُلی گُٹھ
گہے گُل تہٕ گلزار پنٕہٕ نی بناوان

# غزل

دِلبراہ از کیاہ نِہ دِل بیٚیہِ گوٚ ہیوٚے کیتھ تام ہیوٚ
دِل پریشاں آسہِ نیٚلیہِ منٛدِ نین چھُہ باساں شام ہیوٚ

یاد پیوٚ بیٚیہِ چون مس ہمہ کاوٚہی تے تمہِ چانہِ اُچھ
بُتھ ملائیمِ زن پھُلے موٚ کلییہِ پھوٚل باد ام ہیوٚ

سِری یہِ دیوٚ کھسہِ ساتھ کیٚت از زوٚن گاٹِھ تھال ہِشی
ہیت چھُکھ رٔ وٹھِتُ نیم منٛد تارٔ کِن دُم دام ہیوٚ

اتھ چھُکھ ذِمہ وار دٔپھ تٔ تہِ پیوٚنت کھنڈ بتہِ پیوٚنت کھنڈ
وُچھتہ تٔ تہِ بدنام ہِشی از وُچھتہ بتہ بدنام ہیوٚ

چانہِ کتھہِ سوچان سوچاں چھُس غزل لیکھان چمن
گاہ چھُہ سنگ پھیرال اما پوٚز گاہ یوان آرام ہیوٚ

(۲۸ راگست ۱۹۵۹ء)

# یتھ یارِ تل!

کیاہ قدٲناہ قدرتن چھےٚ سُوزمِژ
شان دِژٕنےٚ اَنٛتھٕ رۄزھتی بخشنےٚ
نوٗرٕ چھےٚ آمُت حِصص منٛز داٗنی داٗنی
داکوٗرٕی میٛنہٕ تہٕ آسے ہردَم اَسِنےٚ

بالہٕ دامنٕ چھی ترٛیہٕ گھرٕ چھک منزوٚتن
انزٕ چھےٚ سبزار چھےٚ وُلی وُلی بہار

چانہِ لوکچاڑ ے رُشک ہُری ہُری یوانِ
اَتھ نصیبس پاڑی لگہ ہَے بار بار

چائنی پائھڑی ہَے آسہاۓ بتہِ کیاہ گیوُ
ماے ہیتھ میہ تہِ لُوکھ اُندی آسہن
چائنی پائھڑن آسہے میہ تہِ شوُب شان
دُورہِ ییٹھ ژھاران ژھاران واتہن

پایدآری چھے ژیہ اَتھ حُسنس کمال
چائنی پائھڑی ہَے آسہاۓ بتہِ یُیتھ حُسین
گیرِی بچہ اُندی میہ ہردم آسہے
چائنی پائھڑن آسہاۓ بتہِ دِل نِشین

أسہم مُشتہی میہٕ انزٕ تامت گرٕژ
شہرٕ ماحولی بدل چھِنہٕ اَتھوَ تھی
یِم میہٕ ہوی تتہٕ نس چھِ تِم بدلی غمن
یوٗرکِتھہٕ کُنہٕ واتہٕ کاتھہٕ چھِنہٕ فُرصتھی!

یورٕ کنہٕ ییتھ شینہٕ بالس کیاہ چھِ مُناو
ژٕ ہی کتھاہ کرٕ تو تہٕ منساوال قصوٗر
اَتھ تہٕ چاٲنی حکمراٲنی ژٕ ہی سرس
دِیتھ ژٕ یہٕ نش سوٕ ہی مگر بی دوٗر دوٗر

سگ ژٕ یہٕ کیت کتہٕ آد چھِنہٕ بجتی، مگر
اُمی دیال شہرس اندر قودرت ژٕ یہٕ راٲمی

دائنس یٚمِہ وِزِہ بأگراوان آسہٕن
میأنِسی ناوَس نٔشِن ووقتلیمِہ بأزی

شاخ کِتھہٕ کُنٔز چھی ژٔریٚہ کُڈِی متی باحِساب
یِی کُنن سیپدِتھ مُصوِر دُورِہ آسے
دِل میٚہ گوٚ خوٚش یٚلہِ میٚہ امِہ زیادٕ دُچھُم
سِری یِہ ہیٚرِ کُنٔز نوٚک تہٕ بوٚنی کُنٔز چأنٔی ژھاے

چھانگ چھی کُنہٕ دُورچھی اُلرٕان چھک
واوٕ یِکہٕ تن یِم تہٕ بدلاوان ادا
نٔوہ اکھاہ پرُسک میٚہ وُنکِس یاد پیٚو
گرٚایہٕ دِتھ یِکنٔچ تجٔے بیے میٚنی کتھاہ

چانہٕ سۍ مجلس اندر انز ڈیرہٕ میون
دَیہِ پیتین ٹھہرن چھہٕ کوتاہ خوش کران
زن تہٕ پژ اُنی پاُٹھی تمۍ کلہٕ واُلی انز
بژونہہ کنیتھ تھوونم تہٕ دوینم گرژھ چوان

دٲدی لد ژھاراں ژریہٕ نشی دادبن دوا
آلواں زرِہ چھی کراں مُتی لولہٕ ساں
شوقہٕ چھی آمتی کراں چھی دُعایہٕ غاٸر
اُچھی پھر تھٕ خوابو خیالو ژیٚتے وُچھان

اسہٕ چھہٕ فکرٕ واُلی کرۍ مژگی دوہٕ دری
کُس غمی چھےٚ چھےٚ تہٕ سے پھولُن بخت
لولہٕ وَچھادسُم تہٕ اُتھی کیاہ تام گوم!
دوہ کھوتن چھُم دوہ گرژھاں زیادے سخت

(۲۲ فروری ۱۹۶۰ء)

# غزل

ژٕہ منگ میأنِس غمس گژھ جاوِدأنی
بہٕ یُتھ بخشَے ژےٚ وِزٕہ وِزٕہ زِندگأنی

بہٕ نَے آسَے ژےٚ کُس لاگی اُچھن رنگ
میٚ کیٚت اُتھی منز شرابِ اِرگوأنی

ڈٕکس پیٹھٕ گیٚنڈ کھسِن تیٚنٛے گو کما لاہ
میٚ تگہِ نہ دانِٛن نِہ پتہِ گیٚیہِ اکھ نِشأنی

ژٕہ یکِھ یا یکھنہٕ چأنی دٕرِی یہِ چھےٚ پوٚز
میٚہ چھک ژٕی بڈٕونہٕ کنہٕ تصویرِ چأنی

پوٚتُس پھیرِی یِتھےٚ پالُس رژھاہ پکھ
دَکھِ افسوس چھَنہٕ روزان جوانی

بہٕ دِمہٕ ہاوِتھ زمانس چأنی خد و خال
پریشأنی میٚہ کرِژ، چھأنی ترجمأنی

غزل لیُوکھُت چمن سِرفاش نَپدُے
چھہ یژٕھ کتھ زن تہٕ پھاکان آسمأنی

(۲۶ نومبر ۱۹۵۹ء)

# اکھ خیال اکھ سوال

گوٚبرٕ زن گوٚرُن شینہٕ وٕی، کاٗرہ گرُ وچھ

گوٚرُن سنگِ مرمرٕ ڈُلن، زن تہٕ تھنہٕ پیوٚ

ملاٗیِم اُمِس تن دِژُن زن تہٕ موموٗ

اُچھن دوٚن کٔششِ زن سنگرمالِ مَے چَھ

وُچھن وٲلی حاسان گیٚ ہے یہٕ کیاہ سأ"

اُمِس زن چھُ دوٚدٕ ستیٚنی پان چھوٚلمُت

بہٕ تھَوٕمن رٕدس منٛزٕ یہِ وۄن یوٗرِ کِنہٕ اُکی
اُمِس یان زن ژۄنہٕ گاشن چھُ وۄلمُت

اُچھر وال ٹارٕن ہندی کیاہ رلاوِتھ
چھُ کیٚتھ کاری گرٕ اُمی یہِ کیاہ تھۄو بناوِتھ
ژُوی یوت زن چھُس نہٕ باقی چھُ سورُے
مَنٛزُل منزِ سی منٛزٕ یہِ کیٚتھ کُنی سجاوِتھ

نیٚندرِ چھن اُمِس یتھٕ کُنہٕ تھ نالی تھۄمٕژ
چھُ باسان وۄنی شوٚنگتھ وتھٕ ژیری باگِن
یتھے کُنی نیٚندرِ کرنٕسی دِل برٛمان زن
اُمِس یُتھ چھُ تسکین تتھ کانٛہہ مہ نٕ اگِن

ڈیکس چھس نہٕ کانٛہہ گٔنٛیٖز گرٛش کیاہ دَتو اَتھ
شوٗنگُن یِتھہٕ کُنٛیتھ وُچھ دوا دادِہ نِ ہُند
غموٗنِش مُبرا چھُ باسان آدم
دِوال پےَ چھُ بدلےَ یِہٕ کمہٕ زِندگی ہُند

اُمِس وُچھنہٕ باسان یہٕ زَن گیرِ گومُت
میٖہ چھُم فکرِ نِ ہُند یہٕ دُنیا سنیومُت
ہواں دوٗر چھُس وُچھ مگر ما بہٕ پوشاں
یہٕ کیاہ یور آیوس کیاہ چھُسم بنیومُت

اگر آسِہے کانٛہہ گرِہ سُند یہٕ طاقت
اُمِس نوٗ سُہ دِیہے اُمِس زِندہ کرِہے

قدم کھنڈ دَپھے تس کڈُن برٛونٹھ نیرُن
اُمِس چشمنٕ دۄن سُہ بیٚیہِ گاش دِیہے

یہ گرٛزِ ہھے غمن مُبتلا، گیٖر گرٛزِ ہھے
اُمِس آسِہے فکرٕ ۄی پنجرہ کوٚرمُت
زبانکۍ وُچھت سنٛز وۄ گنٛز پان ژٕہٹے
اُمِس آسِہے دامنس سۄر پھوٚلمُت!

اُمِس وُچھنہٕ گرٛزِ ہھے گمُاں زِندگی ٹیٹھ
مگر وُچھتہ باسان چھ کتھٕ پاٹھٕی خوش نَن
عجیبی چھُ اُمہٕ سُند یہ یتھٕ پاٹھٕی آسُن
مگر تۄ ترِ اُمی سِی نتھِس نوٗر باسَن

# مُلاقات

راتھ سۆزٕن شیچھ نِگاہ سمکھُن بہ گھرہِ کمہِ شوقہٕ دراس
اَزٕ وۄہری کھنٛڈی کتھ تمُس سِتِن ژُوِتھ اَسِم کرِ نی
صُبحنس تامت میہٕ اکھ اکھ ژِیُوہ سپُدٕ زن وُرِیہ بدی
ژھایہ گتِ باسیم راتس، نیٚنٛدرِ مُنٛٹھی منتھر پرِنی

نصفِ راتن گو صدا ہیُو رُودٕ پھیرِ یینہٕ کُے نیٚبرٕ
ٹھوٚنٛڈ وٚتھُس نہ سی ژُھم اَتہِ آسی تارکھ بے شمار

صُبکہِ پہرَے یوٗد وُنیٚندرِس توٚگ تہِ میچھر دِیُن اُچھن
ساس حیس اَسِم شوٗنگتھ تَے ساس حیس اَسِم ہُشار

پانٕسی وَن وَن کُرِم ہیتہِ ساسہِ کھٕرہ سپدییہِ میأنی
دفی لگن اند وعدٕہ سأری بے قرارس ـــ ییہِ قرار
نہٕ اُنہہ اگر زن آسہن گامتہِ تہِ وقتس بجھی بدَل
پدٕ ییٚ پھٕسَن پانَے ششرکاس اَتھن ہردے بہار

گاہ دوٚیم اکھ شیچھ اگر تمہِ سوٗز پٕرارَو نابیس
دِلو یہِ ننہِ کمہِ حدٕ سو انز سوچاں میہٕ کیٛت ڈگدار پاٹھی
گاہ دوٚیم ہر گاہ سہ وَنہِ ییتہ کُنی وَنس ہیٚتہ کُنی جواب
گاہ دوٚیم تلہٕ نا بہ یورَے کانہہ کتھاہ دَم دار پاٹھی

اَتھی اندر زوٚن پیوٚ میٚیہ امہِ اُزی کتھ سناہ پیٹھ ژھورنس

سونٛت کاکُک رازٕ دیوٚ سِرٕ گوٚ یمبُرزل وُنی دِوان

لول میونی ماچھُ نتہٕ تیزاں میٚیہ چھُنہٕ فکری ترَان

یَتھ ہواوس بارٕ صِفتاہ ژوٗرِہ شیٚچھ ییٚتہٕ ہُٹ نِوان

مُنزِ بناٲوِم شیشہِ وِی بالا دُراہ اکھ ــــ ساسہٕ پوٗر

گیرہِ بچہٕ لچہٕ وِگنہٕ کرٕنے اَتھ بیٹھن اُسی یانی بیٹھ

دُورہٕ وٚوتھ کُتام گبہٕ رُوچھاہ تہٕ موٗرلی پیٹھ گیوٚ دُن

دوٚن گُنے گوٚ سینہٕ یِیلہِ اسہِ اکھ اُکس بوٚن تام ڈِیٹھ

اُزیٖ کُتھے تَمہٕ پرٛانہٕ کتھہٕ سرٕ کرٕنہٕ نوٚہ اَمانہٕ دُراس

یَتھ وُچھس منز ساسہٕ بُدی اِنکار تے آنٛکار اُسی

پَے میٚہ چھُنہٕ پانس کیاہ رٕہی گوٗ تاہ پوٚکُس کیٚتھہٕ کٕنہٕ پوٚکُس
ہیرہٕ ؤسوٚکھن تلہٕ یدٕ بن تل زن تہٕ پھمبہٕ دستار آسی

ڈوٗرہٕ ڈیٚشتھم وَنہٕ کُڈٕم دِل گوٚ میٚہ ستھ ستھ کرُوہ ژُلِتھ
آرٕہ کرٕہی ساسو کھوٚیک جادِماغس ؤتھو خیال
یِی ؤچھال یوہس یوہس کتھاہ سوچیٚت میٚہ آسم گیٚیہٕ مُشتھ
وَنتہٕ پیٚتہٕ دِہاے جوابٕ کیٚتھہٕ یہٕ تلہٕ ہاکُس سوال

دوٗل تمہٕ ؤسی پوٚسی کرٕنس دِیُت میٚہ بٔلی اسنوو بُتھ
میٚٹ گیٚیم گمہٕ وانہٕ وودنی روزٕنگ مرکز ژوٚلم
پژون اکھ چیزاہ بہٕ چھُس یتھ بیٚٹھ نُژال والیس موٚنگُن
شبنمس زن گام ٹارٕ بن ڈل اُتی کھور ہیوٗ ڈوٚلم

# غزل

وارِیاہ کالچ مےٚ چھَنہٕ تمہِ سٕنٕز خبر

زن چھُہ سُنسان میانہِ یمہِ سینکُ مندر

زُونہِ کُنُ کمیُٕ وُچھنہٕ لیکن ہیچ ہیچ

یِہس مےٚ وُچھ لتس کُنُ دِینٕ مُشکل نظر

زن تہٕ سرِ یَس وُچھنہٕ باسی نورُٕ نار

زن تہٕ شبنمُٕ کار کوٚر ہوٗن اثر

تس وَرأے چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ شوٗباہ عالمس
خاک یارٕ خاک یِم شام و سحر

پاس کرِ میونے قیامژ دۄہ خُدا
یێلہٕ تہٕ دِپچھ بێیہِ کانٛسہ منز یُوتاہ سبزر

گبو تہٕ یا متہٕ گبو تہٕ ہا سازندرو
گژھہ میۆنہٕ پانس کیٛت سبٹھاہ پننیٕ نُے مژر

میانٕی یِم ہمسایہِ چھہٕ ہمسایہ ہوی
مُشکِلی باساں کرُن دۄہ دۄہ بسر

توتہِ چھُس بٔلیہِ سوٚسے پٔننۍ دُبراے ہیتھ
اَتھ مہٕ سَن کتھ کرِ یہِ گوٚ میونُے جِگر

میانہِ اُچھی وَنٕنَے بہٕ چھُس بیمار سخ
ژھَل حکیمَو کٔری دٔوہَے رُوزِم کسر

گو یہِ گو، لیکن چمَن پھیران چھُم
آدنکۍ وعدَے گٔمتۍ زیر و زَبر

(۴ نومبر ۱۹۵۹ء)

# اَمانتھ

یِم بہارٕنۍ ہوٕ موٚدٕھرۍ انداز رَلہٕ وٕنۍ ساسہٕ بُدۍ

ییتھ ٚنہٕ کُنہِ کانٛہہ جوٗرٕ یوٚس رونق چھُہ خالی کانٛہہ وُچھان

شبنمُک شہجار بیٛنہِ امہِ سونٛتہٕ واوٕ چھ تیرٕ ہٕشی

زُوٚنہِ اُندۍ نوٗر پنٕنۍ آرٕ کرُۍ گرۍ شوٗبہٕ وُن

یِم کرٛزُل ہیتھ اُچھۍ تہٕ روخسارن کراں مُتۍ شامرُن

یِم بہارٕنۍ ہوٕ موٚدھرۍ انداز رَلہٕ وٕنۍ ساسہٕ بُدۍ

پرٛتھ وِزِن پرٛتھ ساتہٕ پرٛتھ وِزِہ پوشہٕ نے ہرِہ نے دوٚہے
سرٕ ی یہ بُنہٕ نے روے ییتھا اکھ درِہ نٕ نکھ بییہ کانٛہہ مِثال
نافہٕ بُنہٕ نے موے ییتھ زان ہرٕ نٕ ترٛاوِتھ ون رٹن

وُنہٕ ڈُہی کرٛ گی کرییے وعدٕہ ہانٛیلہٕ یانہٕ وِنی
نظرٕ اکھ اکہِ ہنزِہ دِلن بوٚن تام ییلہٕ سٕنی سٕنی گیئے
مُول لگی پانے یمِن ییلہٕ زُو دوٚہن یِشرووٕ راٹ
ژٕہ تہٕ ونان آسکھ نگاہ یتہٕ پی زہ از پییہِ راتھ بیٹھی
کتہِ سوٕ نیٚندرہٕ ی کتہٕ آرامی کتہٕ قرار
یِی ونان اُسی وعدہٕ کیاہ اُسی یانہٕ وِنی نوٚئی نوٚئی کران

یٕرانی دوٚہ آساں چھہٕ کاتیاہ میٚٹھی، نزلہٕ وِنی، مرژہٕ پھلی

اَدٕہ یِمی آسن تِتھی موٚہ زٕ پھٕلی دیاں زوٗ آلٕہ ووکھ

سَروٕ کُل تتہٕ آنگنس منز ادس لٔیس کیتھٕ چھٕ گواہ

کیاہ چھُہ وٚونمُت کیاہ چھُہ کوٚرمُت کیاہ چھُہ یوٗر ہمُت اکھ اَکِس

کِتہٕ پھرٕ تتھ ژھایہِ اُسی سمکھییہِ تٔس سآرٕی خبر

وَنتہٕ ونی یانٔے مِین چانِین کتھن اُزی چِین حسرٕ؟

موٚلی اَنُن چھُنہٕ بازرس منز گیٔ تہٕ شروٕ گرٕ درٕ وگِہ اوٚن یپور

دِل چھُہ آسان دِیُن تہٕ ہیوٚن سودا بناں سوداگرن

ژیہٕ تِہ کوٚرکھ نذرانہٕ تمہ وِزہ لعل سِینک میٚہ تہٕ کوٚرُم

ژیہٕ تِہ وچھُت تُلی ٹارہ پیٚونتاہ میٚہ تہٕ وُٹھوٚ زنان بین وائے

ژیہٕ تِہ امانت میٚون یوٚت تامت تھوٚوکھ نٕ ژھرِ کھ نٕ چھٕت

بے قرأری مٔتی کرٕی ژیہٕ تِہ اُشی پھیر لو نہٕ الیتھ شمع

بَرتھوٗتھ بیٚنکی   ژٕرؠ مژرِتھ اُتھۍ اندر لوٗگ ڈیرٕ میٚون

میٚون رُوح چأنِس رُوحس گو یار ژھورُکھ ورتأمان

وٕنی اگر انہٕ چأنی باغن میانہِ شوقُک روٗچھ نہٕ رنگ

وٕنی اگر چأنِن وٕٹھن انہٕ ہیأنی میٹھی گیٚ ہٕشتھ

تِم شیٚہلی انمان نظرن ہنٛدی تلاں یِم نیٚندرِ نار

انہٕ کراں بیٚیہِ چھِم میہٕ گیٚندِ گیٚندِ یِتھ ہنوٗنس پارٕ دِس

چون یِتھ کُنی غارٕ ہیوٗ لاگن کتھن دِیُن دول ہیوٗ

کینہہ چھِ کتھٕ یِتھ پیٚٹھ ژٕ تیٚلۍ روشان اَسکھ توتِھوٗن

نحوش کراں اوسم ہمن اَسکھ گنِداں ہاوان خشم

ستر کِہ یُمہٕ اندٕ ڈلشِہکھ یامت میہٕ ہمہٕ اندٕ نیٚر ہٕکھ

کینہہ قدم تھیتھی گرٕ ٹھاں بلیٖہ ادس پوٚت نظر وَصلح
ازٕ میہٕ چھُنہٕ باساں یہِ دِل کیاہ چھُم گواہی بُلٕ دِوان
وَنہٕ نتہٕ پانٕے بہ کرکھوٚ ژوس چانِس روشنِس
شبنمس کرٕ ڈوٚپ میہٕ کھیہٕ لگٕی انہ اما پوٚز شک گنیوم
بےٚ پیومُت چھُم یُتھنہٕ آتھٕی اَیزِس پوٚتُس پوٚز نیرِہ تہٕ

راتہٕ پیٹھٕ وُچھ ییتھ بہ تتھ کتھِہ پیٹھ شرارت چھُم کھسان
ژوٚرِہ تھوٚنس نار تیزاں ونِی اگر وٚون وار چھاہ
کتھ چھِہ آساں اکھ تہٕ غائبٕ گوٚز چھُہ اَکھ روغن کران
ییلہِ نٕہ کانٕہہ چادَرے چھِہ روزاں پأنِی پانس چھُس ونان
ہا یہِ بُلٕ اتھ چھاسنان

# غزل

وَتن چانِن پھوٗلِنہٕ پمپوش یارو
کراں کتھ چانہٕ چھم مدہوش یارو

میہٕ کوٗرمَے از دُعا کیاہ تام شوٗچِت
اگر بوزکھ تٕہ زانٛہہ موروش یارو

لُکن کیاہ، لُوکہٕ موٗت چھا کاٗسِہٕ وُمٕت
ژٕہ یُتھ چُھکھ بس تِتھے میہٕ ترٕپوش یارو

خبر چھا چانِہ سِتی ما میہٕ چھم شاہ
اُچھن منٛز گاش نُونس جوش یارو

تُوتسے وَنہٕ تارِکن لاگُن تماشاہ
ژٕہ یُتھ آسِہ کھ ترٕ ہرِٕہ ہی بوش یارو

(۲۰ ستمبر ۱۹۵۸ء)

# پانسَ تسلاہ

بہٕ اُشی دوٚنی چھُس بُتھ گوٚبیوٚ مُت زٕ برٕ دس

چھہٕ بمہٕ تام حشمن پیٹھن بارٕ باسان

اُچھرِ وال اکھ اکھ چھُہٕ سیدان مَن مَن

اُتی چھُس دیاں دوٚ ٹُکھی ییتھ ِ چھہٕ آسان

میٚنہٕ زن چھمَ نٕہ کُٹھِ ڈُب کُڈِتھ زوٗنہٕ گاشس

میٚنہٕ زن چھم نہٕ رنگ دار مند ورِ پانس

چھَناہ دٕولتھی کاتھہٕ ہتھونی بائتھ لیٚکھی لیٚکھی
میٚہ چھِم ناہ تگاں شاد باوِنی زمانس

یہ چھُس بائتھ لیکھاں میٚہ شاعِرو ناں چھِم
بڈٕین اِنقلابن یہ چھُس بڑونٹھہٕ نیران
یہ چھُس وُزملن سوٚرمہٕ لاگان چشمن
یہ چھُس پیٹھ ہترین بُلبُلن آلی شیران

میٚہ کینہہ چھُم ضرورت میٚہ وَنِہ ناپنُن کاتھہٕ
کرن نا میٚہ آہی نِہ ہُرِہ آسے آیس
یہ چھُس لیِن لوس اندر لاأِلہ ہندِ سہی
یہ پوٚت ژھایہ نِی چھُس دُچھاں ناگی رایس

میہ چھنہ اکھ ودنی ژھینہ متس یتھ چندس منز

گوڈنی کتھ میہ حاجت تلاں پانس گیور

بہ چھس راتہ کے ہیوٗ ییہ کیاہ از تہ وچھتم

توے لکھ وناں چھم یہ گو باشعور

میہ گنزراں بیدار مغزن اندر چھم

میہ وطنک تمدن فیکن پیٹھ سوار

ژہ چھک بار وطنس بہ چھس شاں وطنچ

میہ روژھ عالمس دل گژھاں بے قرار

چمن چھس بہ چھس اَری نہ ہند لولہ وژناہ

بہ چھس میرہ سنزہ غزلہ ہند تیر مژگان

ژیہ چھے زونہ کھنس کنتھ کیاہ یہ گومت

گوڈنی بیہہ یتھ وچھ غزل کتھی بہ لیکھان

# غزل

یېمہٕ پنٕنۍ شوقن بہ نیٖونس ہور پیٹھ
پأنۍ پانس چھُس وَنان پانے خراب

یٖون سُہی دپھ زالِہ واٲلنۍ کیاہ ہنیوم
نارگو نارٕی ژٕہ اَتھ بیٚیہ ترٛاو آب

کیاہ خبر یارس طبیعت آسہِ کیٛتھ
کتھ چھہ کیاہ تامت وُچھُم ناکارٕہ خواب

ٲکی ژٕچیو بال بییٚ رٚوٹ نُنجدٕہ وَن
عشقنِس کارس وتن لارِتھ عذاب

اُزی وُچھوَ آیاہ کریاہ وعدس وفا

پانٕنَے ییٚہِ توتہِ گژھِہ واتنُ جواب

زٕونہِ ہُند بُتھ اُتھی پیٹھن مخمورُ اُچھ

سور گہِ زِتنن ییتھ چھُ قوربان پیچ وتاب

گومیتا مَت زخم بۄڈ گِینٛدُ گِینٛدُ کورُم

وَنی دَوا آسن نہ آسن ، بلٕی ، سراب

میأنی کتھ مو کلییہِ گیہٕ ، منسییہِ وَنی

ساس ییہِ تن خاک ساأرِی اِنقلاب

(۲۷ جولائی ۱۹۵۹ء)

# شہیدس کُن !

۱۳ - جولائی

ژٕہ کیاہ چھُک تہٕ کیاہ چھُک نہٕ ساڑی خبر چھیم
بہٕ کیاہ کیاہ تہٕ یَڈ لاگےَ یہٕ وَنی وَنتہٕ پانےَ
چھُہ چوٗن مرتباہ بازٕہ بوٗڈ یارٕہ میانے
بہٕ یِم پوٗش ژھاران وُنہِ تِم چھہِ پھوٗلنےَ

ژٕہ چھُک سانہِ زُورے بیٹھن ژونگ دزٕوُن
تہٕ نارس اندر چھُک ژٕہ شہجار سونہٕ

ژِہ چھک سانہٕ وارے اندر دِیرہ بامُن
تہٕ پیتھ رائچھی شبنم سۍ گلزار سونی

عزم آژِہ ماوُنی چھ اُزی پوُرہ گاٹہتی
جلوٗساہ چھُ اُزی جوشہِ پیتھ شوقہٕ دٕرامُت
اُزِیک دوٚہ اِرادن ہُنٛدی دوٚہ کمالُک
چھُ اُزی خوٚن نہٕ سپتی سِرکہِ پیٚتھ چھلنہٕ آمُت

ژِنہٕ کیاہ کیاہ کوٗرُتھ سانہٕ باپت خبر چھم
تہٕ پیٚتھ کانٛہہ چھُ نہٕ زانان کینہہ کیٚتھ کھٹتھ چھا
کوٗرُتھ یک قلم الوداع ـــــ زِندگانی
نِکھے والہِ کیتھہٕ کُنہٕ تہٕ نکھہِ والہِ کوتاہ

ہیمژ چانہِ کوٗشر چھُہ موشوٗر گوٚمُت
ہیمت چانٛی اسہِ از تہِ رہبر چھہ پانٛے
نمِتھ ژیٚنی کُنتھ از چھِہ سآری نظر کر
کُنی کتھ ہِشی کتھ زمین آسمانَے

ژرٕ نےٚ زِندگی گندنہِ ییتھہِ پاٹھی وسہکھ
تِتھےٚ پاٹھی اُسی آسہوٚ از تہِ سآری
تِتھےٚ پاٹھی یژٕ آنی حکم از تہِ پکہ ہمن
اگر آسِہے از تہِ سوہی تاج دآری

رِنیمژ ژریٚ اسی بتھی مُژ جوآنی
مگر دِل کوٚرتھ دِلبری کھور ناوِ تھ

ازل پننہِ کتھِ ہُند کماسس ژٕیہٕ کھوٗرتھ
ژھوٗرے مارکن ژاکھ دٕری زورہاٰوِتھ

دٚویُتھ گوٚژھ شُہُل تاپہٕ دٚوہ رأچھ کرہٕ ہس
دٚویُتھ زِندگی گوٚژھ نوٚبرٕ ہیُوٗ میٚنہٕ باسُن
دٚویُتھ میٚنیٚ حِصص چھایہٕ لاچار روزُن
دٚویُتھ شوقسی گوٚژھ میٚنہٕ لوہ کچار آسُن

گلُبن ژٕ ادِہ زنجوٗری کانہہ کأنٛسہِ یوٚدوَے
گوٚڈُن دِینہٕ رَژھ پٔوِنت ہُت یوٚت سُہ پکھنے
خیالن مگر دِل تہٕ دُنیا ــــ چھُہ پنہٕ نے
گیوٗ ہُس کانٛہہ تہٕ رُت نَے کراں پانہٕ وَکھنے

ڈوٗبیتھ یار ژھانڈن ئہِ ٹھ رُوس قدمن
ژیہ شھجار چھاوُن کیتن نار ژولُت
ڈوٗبیتھ گاش وُچھاے کرِی پانہ انہ گٹھ
ژدیہ زواتھ کلامس ینُن وعدِہ پولُت

وُنی گو چانی کینہہ خواب وُنہِ پورہ گژھنے
چھ تتھ رائچھی چشمن ہندِی گاش تھووٗمُت
ژہ بہہ وارِہ یاژھن وُچھک پانہ اکہ دوہ
یہ کینژھاہ ژھویتھ تی پورہ گومُت

# غزل

ہبڈُن بیٚیہِ سُندِ میٚنہ کیاہ کرِ ہم اما پوٚز

کتھَو چانو میٚنہ چھم پُژہ پارٕہ کوٚرمُت

غنیمت یتھٕ پیٚژ چھُس اَتھ پیٹھ تِ قوربان

یِتھے کُنٕ چھُے دٕہے لوٚرٕہ پارٕہ کوٚرمُت

سُہ گوٚن گوٚن مَس تہٕ چشمن ہُند کمالاہ

بہ وَنہٕ کس کمی چھُنس آوارٕہ کوٚرمُت

ژیٚنہ کیاہ چھُے زاہِد وگرٕھ بیٚیہ اُکھ کُن

دٕہے ہَے چھُت خواہمخواہ ناکارٕہ کوٚرمُت

(۳ فروری ۱۹۶۰ء)

# کشمکش

میٚنز کیاہ سأ گوٚ یہِ وُچھ کتھ کُن میٚہ ہوٚوُن

بلاسے پنٕز اَتھ یتھِس مرگس کوٚڑُن پٔندی

دیاں چھُس چھُم مَرُن، تتہِ چھاہ خبر کر

مگر یُوتاہ چھُہ مُقرر وُنی زِہ رُژی کھنڈی

مَرُن آسِم مَرُن چھُنہ پاس بوزان

خیاو منٔزی یٔژ تھاں چھُس باُنی پانس

ہسہ مون برٛونٛہہ زنم اوسا تہٕ کینہٕ نہٕ

میٚہ اوسا نہ انہہٕ ژوَس باساں ژٕرپنٕ لجٕ

میٚہ اوسا تیٚلی تہٕ نہ انہہٕ سپداں من کرٛوٕہ

مگر ونکِس حقیقت عالمچ ——— نٕنٕ

یِہ ژٲوِتھ موتہٕ سٕند نیٚنٕ چھا سٲ واجِب

بہٕ چھس کھوژان زِہ یٔیتہٕ نِی گوڈٕ ہنٕز آسُن

نظم تہٕ ہِہ بوزٕہ ناوأنی دِیم پھِرہ کھ

دٕیم اِنسانہٕ چھُکھہٕ بأعنی بَنیومُت

بہٕ کیاہ ونٕسی میٚہ تامت کیاہ چھُیی بٕلی

بہٕ زن منگہٕ ہمس رژھا مہلت سٕرٛزٕہ تیاہ

یہ زن کرہٕ ہس پننٕ کنٕہ حیلہٕ، کانیاد

یہ چھا اِنسان ئیتھ اکھ بیاکھ مُژٕ دِس

ینِس ژٕرِہ پوٚپ کرِتھ گژھنس تلِتھ ژٕر
اَسی ہِیوٚ لگھ اوسَے بدنام گامتی
اُسی ییٚتہِ پانہٕ وٕنی پوشاں نہٕ پوشان
مگر یٚیلہِ موت یاساں دوت ہا — وٕنی
گوڈٕنی چھُنہٕ ناہنہ بہانی دَپھ اما پوٚز
سُہ کتہِ روزاں تُتھس زنگ دِل پشیمان
مشاں سورُے ترٕ افسوٗسی گژھاں نائی
یِہ چھُنہ پتھ برٕونہہ وُچھانی کیاہ کرِی دوٚر
ہتاہ اسہِ پرٕژھنہٕ کوٗس یاشان راوی
اَسی پرٕژھ کیاہ چھُہ شوٗباں کیاہ نہٕ شوٗبان
نہٕ توشاں رشوتس تتھِ توشِہے زانہہ
یِہ وُچھِو بخت بوٚڈ کانہہ ڈالہِ نِتھ سون

کڈیاہ بیبہِ دوٚہ ژٕہ دوٚہ، ساتھی غنیمت
یِوانی توٚرہ چھُنہٕ کانٛہہ اکھ ترٕ پھیرِتھ
ہساۓ مانیو چھےٚ مجبوٗری نیٚلوِتھ موت
مرِتھ گوٚژھنا یٚیتِیکُ روزُن ییٖ کینٛہہ
یُتیمُ نزن مون تیٚلی اَسیاہ نہٕ اَسیاہ
مگر بڑونہہ کُن سَنُن سوچُن چھُ لاَزِم
میٚہ زن وَنہٕ کانٛہہ ژٕہ مرتھا دےٚ کلس تاج
بہٕ کیاہ کرٕہ تتھ، تتھس تاجس اژُن کھرِدوٚپ

میٚہ چھُم شرطاہ سُہ مانِو موت تسلیم
بہٕ ژھُواَ یانٕہ کُس دَدِہ میانہٕ بابت
اُچھن کرٕہ ڈاکھ دُدی وُدی چشمہٕ ژمنس

اگر ییٚژھہٕ ستیٚن ستی سُہ تُلہٕ ہون

ہساٸ تتہٕ نَے تہٕ یُتاہ تو تہٕ مأ نوٕ

تمِس ستی دُوستی رُوزِن میہٕ قاٸِم

خطِی سوزِس خطس سُوزِن جوَابی

اگر ونٛدہٕ آسہِ منٛگہٕ پانَے وُشُن پوٕنی

نتَے دَنٛدہٕ تیرہ وُنٛز آسان چھہ شریٚہہ لدَ

گمٲنی گژھِ ھینہٕ سپدُن تو تہٕ مَرُنک

مَرُن گو پوٚز مگر ییتھہٕ کنٛز بہ یَژٕ ھہاٸے

تہٕ بیٚیہٕ اکھ بیاکھ کتھ ییٚلہٕ تور واتِھ

اگر نا آسہِ تتہٕ کینٛہہ تیٚلہٕ تہٕ نَتہٕ کیاہ

بہٕ وُچھہاٸے جان تتہٕ آسِیاہ کرِ ییٚتی اوس

اگر تتی آسہِ روزاں دِل قرارس!

بہٕ یمہٕ ہائے ژھالہِ نمہٕ ہک یارٕ ساٲری
چھُہٕ ییتہِ یُتھ تی اگر تتہِ نس تہٕ آسم
غنیمت چھم میہٕ تیٚلہِ یم کاٲٹھی ییتہِ کی

اگر کنہٕ ساتہٕ ییتہِ کیٚن ہُند بیہِ لول
ژٕلِت یُن تورٕ گرٕژھہِ آسُن میہٕ تامت
اِجازت ہیتھ سہی دٕپھِتمہِ تہٕ تراوٕنی
ییٚتیکُ اوس پانسی تامت، پینٕژ لُکھ

نیتے دٕوٕ پہم چھےٚ موتس یارٕ، ژٕلہِ نمَ
میہٕ کُس دِیہٕ پننہِ گھرہ بیٚہنے، ژٕ ٹمہِ کُس
وُچھِت شکہٕ چھوٕ اُچھو دِرہ دِرمیہٕ کرنمَ

## مےٚ نٕے دِیہٕ کھاسہٕ پنٕنے ترٛیشہٕ گۆل کا نہٕ

نسا ہے ہم شرط گیہٕ بلۍ، بہٕ چھُس ٹھیک
یٚلی مَرہٕ بس تیٚلی مَرہٕ کیاہ میٚہ گو وُنی
بہٕ ییٚتہٕ چھُس اَدٕہ ییٚتی چھُس ییٚتہٕ نسی چھُس

(١٥ مارچ ١٩٥٩ء)

---

غارہٕ شٕہزن گتھن مہٕ گژھہ یارہٕ چھُہ یارہٕ باگریے
ہارتہٕ اکہٕ وِزٕن بٕہنان زارہٕ چھُہ زارہٕ باگریے
عشقہٕ بلاینٕ اندر غوصہٕ ملالہٕ چھا کھوَان
زالہٕ ییٚہ تام بھاوٕہ نہٕ جبس نارہٕ چھُہ نارہٕ باگریے

# راگ رنگ

دۄہلہِ وُچھتن یا صُبحس شامس چھہ کل روزان اُتی

وُچھتہٕ کمہِ اَنمانہٕ نیرِان برٛونہہ اَمِس شانٕی بدل

ناگہ رادَن ہنزٕ یہٕ مُژٕ وُژھ پوشہِ وَنوِ کِنزِ یپارٕی

سبزٕ زارن ہُند طبیعت چھُس تورَے، مژہٕ چھُس کمال

ہری یرِ لوٗسِتھ وُچھ ژٕرہ سندی ہمن یَتھ تُھس ریپٹھ تھاوِکن

زن ترٕ اُندی اُندی نیٛندرِہ ہٕنٛدی کم تام گیوِنے راگ ہوِی

لوٚت پکُن اَکِلے وُچِھت ہیٛچھ سوہ گرِ زِ تِنو سوٚت قدم

گرٕ ایہِ دِتھ نیرُن تہٕ پھیرُن حال چھس ہیچھناونَس

خشمہٕ سان آسان یہِ یامَت پوشہٕ کُس رٔنزہٕ ناونَس

رُوشمتسی کیاہ کرکھ معنے کڈان مٔنہٕ ناونَس

یِم ملرٕ وُچھ وارٕہ اَتھ چھے کتھ تہٕ وَتھ بدلے ہِنز

دوٗ تہٕ پوٗژھ کمُی تام زَن تُل ہِن تہٕ ہوٗس گرٕاے لجٕ

شاہٕ نیران شاندارس ننٔز تہٕ کنٔز سپدان موم

کاڑ زن کڈِہ بٔر ونہہ کینتہ ییتھ کانہہ چھِ پانس ورٕزلان

نارٕ آسان کانہہ تمِس اَتھ ڈالِہ زن لوٗہ ہُند اثر

وادِہ رِنگ السگاہ بہ لگہِ زن یورِ گرٕ لشہِ مس، پھیرِہ ہوش

وِیرٕناگے ژھالہ وُژھ مِیہ تہٕ یارٕ سُنٔدی انہار لبٔ

سُئے قدم سوے چال سارٕی سُے نقش زن سوے گرتھ

یی وُچھیت مِیہ تہٕ تجٕ اُچھ وال تہٕ چشمن منٔز بھتوٗم

اُتھی اگر کانہہ ہوٗل وٕچھم یتھ لولہٕ منقلہٕ کیاہ بنیم
نارہ وُزِہ پانٔے اُچھو کٔنہ زٕو گرٕ ھسم سوٗرٕے الاو

وائنسہٕ اٰسن کیاہ ترٕ باسال تو ترٕ وٕچھ تلہٕ ژٕہہ دِوان
ژُلی بییِس تل زن تہٕ بیتہٕ پرٕ یتھ کانسہٕ رُٹھی کتھ ونان
"جن مَن کتھ پورٕ ہن شہزادہٕ اٰسی یکجا رٕلِتھ"

ہوٗل یتھ کُنہٕ اتھ چھہ آسان سُنہٕ تہٕ واراہ دوٗرٕ تام
مارے اَچھی زن تہٕ سینکی پردہٕ ژٕٹی ژٕٹی وتھ کڈان
اکھ دُیتھ اتھ اکھ امیک پانٔے اتھن کرتس شُمار
وَنتہٕ کمی عاجت مندن اتھ کُن وٕچھت اتھ گیوی نہٕ بأتھ

ہارٕ نس تاوس دِواں ٹھرۓ آچھ در وَ تہٕ پکونس
پرٛیتھ اکس کرٕ کُنہٕ نظر پرٛیتھ کانٕسہٕ کیٛت اَمہٕ سُند ہلم
ییٚتھٕ کُنیٛتھ نو خوشبوے پوشن ہنٛز ہشہجار شبنمُک
زُوٗنہٕ ہُند رٕ وٕ یہ گاش نیہ نیہ تارکِن ہُند شوٗبہٕ رُوٗن

گاش چشمن ہُند کوٗٹھین ہُند ہوش رٕ ویس رازٕ رنگ
یس نہٕ کیٛنہہ تسٕی زان چھُ سوٗرے
نیٛتھہٕ نُنٛس ینٛہٕ یہٕ تیرس یوس ژھایہٕ ہوٗل تھاوِتھ وچھان
یس چھنٛدُک عالم تہٕ اُتھۍ منٛز یس وُنٛدُک آگوٗ تہٕ یی
یانیٛ امہٕ ییٚتھٕ ہیٚدیہٕ ڈیشِم بوٗنی شفقتُک شٹرن گام
اَتھ وُچھِت باساں میہٕ کُنہٕ نیرن رفاقتُک ہندی جلوٗس
اُتھۍ اگر کانہہ ہوٗل وُچھِم ییٚتھ لولہٕ منقلہٕ کیاہ بنِم

## نار وُزِہ پانَے اُپھو کنِہ زُو گرٕہ ھیم سورُے الاو

تن چھیٚلِتھ زان سنگِ مرمرُ بال وُچھ ہِتہٕ نس وِوٕنی

یِم قداور یارِہ باساں یِتھ کوٚہ مس ہیوٚر ہیوٚر کھساں

ازِ ترٕ اتہٕ موٚرلی وزاں جبھ ہیتھ چھُہ گُستام اور کُن

اتھ اندرٕ نَے مصلحت نتہٕ شیشِہ چھا سیٚدان آب

ہیون طبیعت اتھ کرامت اُتھی تہٕ گرٕھی یِم راگ رنگ

کتھ بہٕ وَنہٕ وَنی یہٕ دان زان اَزی تازہٕ پھوٚلی یکجا گولاب

ہُتھ کُلِس رنگا برنگی پھوٚلی ژوٗ مٕنتھٕ دوٕ شلیتھی کمال

یورِہ کنہٕ ییتھ آنگنس چھم سبزِ زاران ہندی پوشاک

کتھ یتن وَنہٕ کتھ وِ بہٕ اَتہٕ چھم نہٕ کینہہ سوچن تگان

